## رٔتھ چھہ گیوان

أسی دراے پنٕنِس منزلس کُن
کھوژان چھنہ أسی تس لاہریس تس بُڈہ موہنیس
ساٲنی وتھ چھہ سیٹھہ نہ کھٔج ۔

سون بوزِ تھپہ لوٗنٹ ۔ نِہ کیازہ سون جندہ چھُہ خاٲلی ۔
ساٲنی بیوقوفی کُس مٔنکہ أسہ اُوٹہ نِتھ ۔
سانِہ خاطرہ چھُنہ کانہہ آرام ۔ نہ سہولیتھا ۔ نہ تعریفا ۔ نہ کامیابیا ۔
أسی چھیہ تقدیرِ چہ کھسہ وسہ سینی سینی نژان
أسی چھیہ ہینی باز گنذان ۔ یا چھیہ زینان یا ہاران
أسی چھنہ تس لوٗٹرس کھوژان ۔

# دوٚیِم انگ

## باتٕگ گوڈ

{بہارٕ کۍ نقیب چھِ وندس منبرہ ہند جامہ لوٗٹنٕچ کوشش کران}

یُتھنس ستٕعبس چھُ گاہ بیٚوان ۔ بُڈہ وندہ چھُ بونہٕ نہ بوان
بِس بُتھرِ چھِ بہارٕکۍ نقیب لأگِتھ ستاوان ۔

بہارہ کین نقیبن ہُند گیوٚن.

گگرزن باجہٕ أسی بہنہٕ نہٕ باپتھ چھِ ژھاران
نلان ہنٛدرِ چھکہ صبُح بروٚنٹھ چھہِ گاران
چھکہ أسی جانور بولہ متر ناد لایان
ہلان لبخہ حرکت کِنہٕ ناد لایان
چھِ أسی ابرٕ کس نوٗرٕ چکہ چاوِہی منز
نمن بیٹھہ کران طلسماہ ترا وُنک ستنز
چھہِ أسی تیٚبٹھی کھنگالہ تراوان موٗلس
چھُ آخر رلانی سُہ اِسہ سینی اسنس
کران جاک وقتس چھِ أسی کھِبسہ سوروٗی
نِمُت لوٗٹہ وابس ہُوان لوٗٹہ سوروٗی

وٚنداہ۔ دل ییٚن چھوی ژٕ اسہِ دیُن

ییٚن اَکہِ ونین ییٚہ وٚنھرن اندر گاہ ترٲوُن

ییٚنُ یان پوشن اندر پھوٚلہ ناوُن

### وٚنُدک بأتھ

مِہ ترٲوِوٕ۔ وٚنکین دِیو مِیہ گرٛژھنہ پانس

کرُن چھُم سفر سوٚ درہ کھوٚنہِ سرد شمالکُ

مِیہ تِج لبِنہ ہٮ۪ٹھ کوی سکون لبنہ یاپتھ

تُہنُد خندہ بے وقت ہا میانہ یارو

ژٕ چھُک میانی الوداعی آواز بوزِتھ ییٚہ وٚلی سندن استقبالی باتن منز بدلاوان نہ ساری چیز چھِہ میہ ییٚہ تُہندین دلہ کین آرن منز کھینچان۔

### بہارٕکین نغمین ہُندگیوٗن

چھہ اَسی زندگی ہندی جوشس اَسی

میوان زاگ پھیران آسان ژوپاری

چھہ پرٲن اَسی لوٗٹ کرنے ژٕ ساعتن

تمین ہم پھرٕنہ ییتی۔ تمکہی آخری ییٚس اندازن

چھلکھ پُنیھ تمے واوہ مالن ژوٚپوٗروی
گنڈِتھ اسی تھوٚوتھ پوشہِ زنجیرہِ سیتی
تتی ییتہِ بہارن پنٕنی قیدٕ تھوٚوی متی
پھ زانان زیٛہ آسان چھی ءِستی ءِستی
جواہر جوانی مندٕی چھی کھٕتھ تھوٚوی متی آسان
ییتہ بنٕن بُڈہ زچین تل۔

(دوٗپہر)

ینمس سٹیجس چھہ انہ گٹہ گرٕشھان۔ نہ جوانن ہنز جماتھ
چھہ بڈس سٹیجس بیٛٹھ یوان۔ سینری بدلاونک چھنہ کانٛہ
خاص ضرورت۔ تماشہ بین ہیٚکن یہ پانے خیال کرتھ۔

کرہ ناوِیا۔ کرہ ناوِیا۔ یرمژ راوسہ۔

کرہ ناوی۔ کیاسا گرٕ ہو۔

اسہ گرٕ تھہ بُڈہ موہ ہینُو۔

تارہ مانز۔ کُس بُڈہ موہ ہینُو۔

کرہ ناوی۔ کُس بُڈہ موہ ہینُو۔ اسہ گرٕتھہ سوی بُڈہ موہ ہینُو۔

تارہ مانز۔ سو کُس چھُہ؟

سوی یہ سا۔ پوٚزنہ اصلی بُڈہ موہ ہینُو۔

کرہ ناوی۔ اچھا تورُم فکرہ۔ تہی کیازہ چھہ وُوٚن سہ رٕھاران۔

جشن بہارہ باپتھ۔

نارہ مائز۔ نُہندہ جشن بہارہ باپتھ؟ تہی ما چھوہ پاگل گیمتی؟

بہ حالت چھنہ اسہ وُنی گمژ۔ أسی آسی گوڈہ پیٹھے بیٹھی۔ نہ آسی روزو ہرہمیشہ بیٹھی۔

## رٕم چھہ گیوان

نے منزس وایان سورنیہ دول نظرن ژھایہ تے
أسی گرژھان مدہوش وُچھی وُچھی۔ بیہ چھہ ماران گرایہ نے
ژھرک وواہ چھہ زن فلواہی گرژھ گرژھ روٗدمُت
ٹکھ نِوان پکرہ وان شاخن گگُوسا تروومُت
سر بہ تارک شوقہ گردابس اندر ہیبہ آیہ نے

اچھا کرہ نارو۔ وُنی وُن اسہ بُڈہ مو ہینو شُندپی پتاہ۔ نٕ وچھک بینژ ناواکہ کاٹھہ بیٚنس گاٹھس نِوان۔ نٕ وہ آسی ضرور۔ پتاہ نہ......

کرہ نارو۔ میائی کام چھہ وَنہ نا منتہیٔ اوت محدوٗد۔ یہ کمی سُنز رُود نہ چھیہ۔ ایمِک کیا مطلب چھُ۔ مہ چھینہ کانہہ موقعے بہ دریافت کرنس۔ تہ کیازہ میون منزل چُھ کاٹھ۔ گھونہ۔ اچھا۔ یکبو بنرو۔ أسی آنہ مادو کھ سارے وَنہ۔

# ہم چھہ گیوان

یِمن زیٚن وایاں چھُ سو رنیہ وول نظرن تھاپہ تے
ییٚر ہم امکُوی چھُ سۄ درن مارہ ناوان گرایہ تے
خستہ دل ہیم ساٗنی      وچھی وجدس یوان
دمہ دارِ یہ ، فکرہ ترا وتھ   بایہ ژٕن
پنہ نہ وَتہ ہیٚڈھ تنک مہ کرشکہ ٹھیلہ دِٕن
وَتھ گرتھان پانے ہُشار
آزادی ہندین نتہ وتھن قدمن تل ۔

کرہ ناٗوی - چُوکدر چھُ یکان - لسٕ پرژھو - مہ چھہ وَنہٕ ہُنر خبر - امِس چھہ وَتہ پکہ وتین ہُنر خبر ۔

چُوکدر - تہٕ کم چھوٚو ؟

اَسی چھہِ ہیم ژہ وچھان چھک - ساٗنی کیفیت چھہ صرف یژی ۔

چُوکدر - مگر تو ہہ کیا گرتھ ہوٚ ؟

اَسی چھن بُڈہ موہ ہینو ژہان - سُوی یہ سُند تجربہ زانتھہ سورِہ نہ -

چُوکدر - یہ کِیُتھ مزراہ ؟ تہٕ لسٕ پنہ لاران نہ سُہ تو ہہ پتہ کیا نہ ؟

چُوکدر - لسٕ چھہ گرم باونکہ شرابہ سیتی پنُن سر دخون گرباونک شوق اَسی کروس سیٹھاہ گرم جوشی سان استقبال - اَسی چھن صرف

سو ڈشن پرٛھان - ژٕ چھیا سٕہ نظرِ گومُت ؟

ہُوٗکر در - مٕہ چھُ روت یہرٕ آسان - بہٕ چھُس کُنہِ لٔکھ وُچھان - مگر خالہ خطہٕ زانکھ نہ -

مگر اوہ پرٛتھ کانٛہہ چھُ زانان سو چھُ بوڈ شرٛی ژور یُس نٔنۍ پھیوون سُوی ژوٗرِ بٔنِتھ پرٛھان ! یہ گیہ پوٚختہٕ باورٕ گی - یہٕ س گوفاش سانی باورٕ گی چھہ فوٗرن ثنان -

ہُوٗکر در - بہٕ چھُس ہُوٗکر در - یم لٔکھ بہٕ شرکہ پکان وُچھان چھُسکھ رمٔن چھہ داریا یُس حدس تام ہوی - اوے بلہ بہٕ کانٛہہ عجب چیزا وُچھان چھُس - سو چھُ مے باور زان -

امہِ سٕنز کتھ بوزِو - سانی معزز ہمسایہ ژٕ چھہِ یِہی کتھ وَنان -

زٕ آسی چھہ عجیب -

آوٕ - آسی چھہ عجیب - انہ منز چھُنہ کینٛہہ غلط -

ہُوٗکر در - مگر بہٕ سوٗوی چھُ بالکل شرٛل -

ژٕ چھُکھ سآیہ بوزان ؟ سون دادا تہٕ چھہ یِی وَنان -

آسی چھہ خبر کِتیہ کالہ بیٹھہ یِنٛی یِہی شرٛل گران آمٕتؠ -

تہٕ وُنی چھُنہ سون شرٛ آسنس منز کانٛہہ شکھاہ -

تہٕ آسہٕ چھہ اکھ لیڈر - یُس شرٛی لآزمی منز پوٚختہٕ تجربہ کار چھُ - سُہ چھُ نبوت بے پرواہ پاٹھی دوران - زِ سُہ چھُ قدمہٕ یِنٛہ

قدمہ پتھر وأنس ہاران تہ پکان۔

چوکدر۔ تہ ہتھ کم چھوہ؟

أسی چھہ والنہ ہنزہ گوڑہ منزہ آزاد گمتہ بنہ پوٹنیر۔

چوکدر۔ (اکنہ کنُ) پاگل۔ محض پاگل۔

تازہ ہانز۔ اچھا ونی کیا کرِو تہو ساری؟

چندرا۔ أسی گرتھو۔

چوکدر۔ کوٹت؟

چندرا۔ نِہ چھنہ اِمہ فاصلہ کِہ رمٹت

چوکدر۔ نہ ہرہ چھوہ گرتھنک فاصلہ کِہ رمُٹت۔ مگر بہرنہ رنہ کوٹت چھوہ گرتھن۔

چندرا۔ نہ کرِو أسی پکان پکائی فاصلہ۔

چوکدر۔ تہ کیا گو؟

چندرا۔ اِتھُک مطلب چھُو یہ شعر۔

ہمہ چھہ گیوال

چھہ أسی دوران دوان آرامہ رسنوی

چھہ أسی دوران یلہ آوارہ تارک

نبس پیٹھ گاہ دوانی ہم تہ لوسان

چھہ وایان أسی ربابا منزلن ہُند

چھہ یمہ ورِ ژہ سأنی انھہ کھور

حرکتکُ خندہ دُور چھکران

جوانی ہُند رنگا رنگ خرقہ سونُوی

چھُہ فضائہس منز کرانی واہ آسان

چُوک در۔ تہ ہیہ چھا سوالن گیوی گیوی جواب دنچ ہأل

چندرا۔ اوِہ۔ نتہ چھُنہ جواب فکرہ تران۔

چوک در۔ گو تیلہ چھوہ تہی زانان زہ تہند بأتھ چھہ فکرہ تران۔

چندرا۔ بالکُل۔ یکبارزہ تمن منز چھہ موسیقی۔

یم چھہ گیوان

چھہ أسی دوران دوان آرامہ رونُوی

چھُہ سمسارک یہ گردش ٹوٹھہ تھاوان

تمن ہیم لس چھہ ہمدم منزلن ہُندی

نبس پر اأٹھہ چھُہ تمُند ناد وانان

کران موسم وتَن ہنز رہنمائی

تھوان یہ تتھ شابہ کری کری پوشہ وتھرن

چُوک در۔ کا ہیہ معمولی انسان نہ چھُنہ زانہہ تتھ بأتھو کنھ

ژٹھہ گیوُن ہوان۔

چندر۔ أسی گیہ بتیہ ننگہ۔ أسی چھینہ معمولی انسان کینہہ۔

چُوکدر۔ تہٕ ہیٚہ چھنا کانٛہہ کارٕ ہ بارٕ ہ؟

چندرا۔ نہ۔ اَسۍ چھہٕ چھُٹی مناوان۔

چُوکدر۔ کیازِ؟

چندرا۔ بتھنہ سون سوروی وقت راوہ۔

چُوکدر۔ مےٚ چھنہ تہنٛد پورہ فکرٕ تراوان۔

چندرا۔ تبلہ ییٚیہِ اسہِ مجبوٗرن ہیٚہ گیوٗن۔

چُوکدر۔ نہ۔ نہ۔ نہٕ کرنٕچ چھنہ ضرورتھ۔ مےٚ چھنہ امیدٕ زِ
بہ کیاہ سمجھوٕ وہ تہٕ اِمہٕ کھونہ جادہ۔ ہرگاہ تہۍ گیوٗ ونہ۔

چندرا۔ پرینٛتھ کانٛسہ چھہ اَسہٕ سمجھنٕچ آش تراوٕنۍ۔

چُوکدر۔ اگر تہنٛد ییتھوی ورتاو روزِ تبلہ کتھہ کٔنۍ ہیٚکن تہنٛزٕ
کامہ برونٛٹھ۔

چندرا۔ توٚہۍ تام اَسۍ بکان گرتھو۔ توٚہۍ تام چھنہ کٔنہ
چیزس اِسہ بیتھ بکہ تک ضرورتھ۔

چُوکدر۔ پاگل۔ بالکُل محض پاگل۔

چندرا۔ بکیا آو سون دادا۔

دادا۔ تہۍ کمہ کنہ ردٕ وہ پنہ؟

چندرا۔ زِ چھینہ ناتیاہ۔ اَسۍ چھہ تہو کی پاٹھ آزاد۔
ژکیا زِ اِسہ منٛز چھینہ کانٛہہ گوٚہ براہ۔ مگر دادا چھہ وہرآژ منٛد

ژُودہ اُوبرۍ ہیُو ۔ بس چھُ ہیٚنۍ پان لوٚ ژراونہٕ باپتھ گاہ بِگاہ ژھُہن

دادا ۔ ژٕہ کُس گوکھ ؟

تارہ مٲنز ۔ بہٕ چھُس تارہ مٲنز ۔

دادا ۔ تہٕ ژٕہ کُس چھُکھ ؟

چُوکدر ۔ بہٕ چھُس چُوکدر ۔

دادا ۔ بہٕ سپُدُس توٚہہٕ وُچھِتھ سیٹھا خوش ۔ مےٚ چھُ کینہہ لیوکھمُت
تہٕ بہٕ چھُس توٚہہٕ پننہِ بوزنہٕ ناوُن یژھان ۔ اتھ منز چھینہ کانہہ کتھا
فضوٗل ۔ اتھ منز چھےٚ سیٹھاہ اہم سبق ۔

تارہ مٲنز ۔ بڑہ جان ۔ تیلہٕ بوزٕناوٕنیلہ ۔

چُوکدر ۔ سُون ووستاد اوس اَسہٕ ونان ۔ ژٕہ کینہہ وَنِن والۍ
چھہ سیٹھاہ آسان ۔ مگر بوزن والۍ چھہ کم آسان ۔ اتھ گژھہ دِل
آسُن ۔ یکو نیلِہ خباب ۔ بوزٕناوِو ۔

دادا ۔ مےٚ کیا ہہٕ وُچھ وَنہٕ پادشاہ سُند اکھ افسر اَکِس دۄگرِس
لنھوانِ لوان ۔ پادشاہن اوس تمسندی پانسہٕ کینہہ باپتھ متِن ایرٕ
الزام لوگمُت ۔ امہِ سیٚنژ آیہ مےٚ وُزِنۍ ۔ تہنٛد گژھہ ژانن زِ
بہٕ چھُس نہٕ ژانہہ تہٕ اکھ سطر تہِ لیکھان ۔ بوٚ سہ تہِ کُنہٕ اصل واقعہ
سینٛز مےٚ پانے وُزِنہ ۔ تہنٛز ہیٚکیو کھمیاٚنی شعر تہِ وانہٕ منزکِن تہٕ
بارزن منز پرٕکھاوِتھ ۔

نارہ ہانز ۔ جہربانی کرنہ بوزنا وتہ اِسہ کیا چھُت لبوکھمنت ۔

دادا ۔

تےٚ شکر پانس اندر چھوی رس بھران
بیچھہ وفی ژایان دِتھہ دِتھہ ژِہ دِوان
بیوقوفو تہ سبق اَمہ نشہ ہیٚچھو
میوہ دار آسان یس کُل سوی بچان

تہ ہیکو سمجھِت رنہ تےٚ شکر چھ مشکلس منز پیوان ۔ محض اوہ موکھہ رنہ بہ چھہ پنہ نِس رسس ژھرن یژھان ۔ مگر کانہہ بیوقوف ہیکہ نہ تتھ کلس گالتھ یس میوہ وفور تھاوان چھُ ۔

چوکدار ۔ نارہ ہانزہ ۔ آہ کیا شاندار کلام چھُ ۔

نارہ ہانز ۔ آہنسہ چوکدارہ ۔ اتھ منز چھُ سانہ خاطرہ بڑہ سبق ۔

چوکدار ۔ بہ ہا چھُس دپان غلط وان ۔ اگر میون ہمسایہ کانٹ یتین آسہ ہے ۔ بہ یژھہ ہا یم شعر لیکھنہ ۔ بینہ کین لوکن سوزِو سمینہ خاطرہ ناد ۔

چیندرا ۔ مگر نارہ ہانزہ ژیہ چھُت اِسہ سینتھ یک وعدہ کورمُت ۔ ہرگاہ اکہ بھرہ دادا بینہ نہ رُباعہ پرنہ شروع کرِہ ییلہ سپدہ ۔

نارہ ہانز ۔ تو بہ سینتھ یُن ۔ تہند پاگل پن چلینہ یتہ ۔ اسی چھہ

وٕل خوش قسمت زٕ اَسہِ شمکھی پنہٕ بسِن وٕ چھادس ۔ اَسہِ پرٕ
پرٕژ وکتھو سینتی موقعہ رٕتھ کھارِن ۔ اَسہِ سارِی ہیتِن وٕدٕنی
بُٹھنی ۔ کس چُھ پتاہ زِ کر آسہِ مرُن ؟
نیلہ پرٕی ژیہ سائِس صحبتس منز زیادہ روزُن ۔
پینٹر درا ۔ تُہی ہیکیوٗن پرٕیتھ وِزِ دوہُم دادا لینِھ ۔ اگر یلہ اَسہِ
اِکہ لٹہ مرو ۔ خدا صاب کرِ نہٕ دوٗبارہ اِسہ ہو بِن احمقن یاوٕہ
کمہ پنٕہ غلطی ۔

## زِلہ ووٗنی چھُہ اژان

زِلہ ووٗنی ۔ ہائے چوکدرا ۔
چوٗکی در ۔ کُس سہ چھوہ ؟ زِلہ ووٗنی چھا سہ ؟
زِلہ ووٗنی ۔ بیُس شرُبہٕ رٕچھان اوسہ سن سونیو کھ یوٗہ راتھ کینژ
ژورہ ۔
چوکی در ۔ کمہِ ؟
زِلہ ووٗنی ۔ ہمیٖ بُڈہ مہ ہنیوی ۔
جوان (یکہ وٹہ) بُڈہ مہ ہنیوی ؟ زٕ کیا چھک ونان ۔ بُڈہ مہ ہنیوی
زِلہ ووٗنی ۔ جناب بُڈہ مہ ہنیوی ۔ تُہی کم چیزن کری وٕدینی خوش ؟
یہ ہلسہ چھُ اسہ نا کارہ عادت ۔ اسِی چھ پینگتہ منگتہ خوش گرٕ ھان ۔
چوٗکی در ۔ (اکتھ ٹھن) پاگل ! محض پاگل !

زِنیہ چھُ تھنا بُڈٕ موہنیو وُچھمُت ؟

نِلہ وونی ۔ میہ چھُ خیال میہ وُچھ سُو پیٚہ رات کیٚنہہ دوٗرٕ ۔
گوڈنیک جوان ۔ سُو کیٚنہہ اوٗس ؟

نِلہ وونی ۔ کِرہُن ۔ یمیس سائنِس چوکر در بائی سِتہ کھوتہ زیادہ
کِرہُن ۔ راز ہوٚ کِرہُن ۔ سینس نیٚتھ زٕ اچھ کرتھ نِلہ وانی
یِمین ہندی باعٹھ زوتان ۔ زِنہ گلہ نہ اِسہ ۔ سو گزشتہ سانہِ
جشن بہارٕ خاطرٕ کیٚنہہ تام ۔

چیندرا ۔ اِسہ پیٚیہ ینٛن تاریخ زونہ پچھہ پیٹھہ گٹہ چھیس نام
بدلاوُن ۔ یکبارٕ گٹہ چھیس چھنہ ینہٕ ینِ وچھیس منز اچھن ہنز
کانٛہہ کمی آسان ۔

چوکر در ۔ مگر دوسنو بہ چھُس نۆ ہنہ تنبیہہ کران ۔ زِ ہنٛز
چِھوٕ نہ گاٹہ جار کران ۔

نہ ۔ اَسی چھنہ ۔ اَسی آے بیہ تہ بہ زنا ونہ ۔ اَسی چھنہ زانٛہہ
کانٛہہ کاماہ گاٹہ جارٕ سان کران ۔ یہ چھُ سانِس عادتس خلاف ۔
چوکر در ۔ تُہی چھوا تُھٹھہ زانان ؟ دوسنو بہ چھُس نۆ ہنہ
تنبیہہ کران زِ ۔ یہ چھُ خطرناک ۔
خطرناک ؟ بہ چھُ سارِوی کھوتہ بوٚڈ مخولہ ۔

## نظم چھہ گیوان

نہ آسی زیادہ رتقی نہ آسی زیادہ دانا
وصف اسہ تیتو ٹی چھوی یہوی سون شانہ
یچھہ تو ہمت نہ بو ہنان اسہ جا یہ جائے
چھو تیہ خطرہ لاران تراوان سائے
یہ کینز ھا ئیچھان آسی تہ مشران سو رُوی
یچھہ بدلے ونان پُشتکن پیچھہ نہ بُو رُوی
یچھہ آسی پائن پاس مصیبت اناتی
یچھہ آسی عالمن ہنز ملامت ہیُو اتی

چُھوکدر۔ سیتی تہ وتیوہ کمس نام لیڈوہ سُند سہ کتہ چھُہ۔ اگر سُہ تہ نہ سیتی آسہ سیتی سُہ تھوہ سیتی تہ نہ حسابس اندر۔

سُو چھُنہ زانہ نہ اوسے اسہ سیتی دزان۔ تیُھنہ سُو اسہ حسابس منز تھوو۔ سُو چھُہ اسہ صرف ونہ نیچھہ وانہ ناوان۔ تہ پانہ کھُو ر موران۔

چُھوکدر۔ یہ چھہ گیا لیڈری؟

چندرا۔ تس چھا لیڈری ہُند خیال۔ تو سے نہ چھنہ آسی سُہ بنُن لیڈر ماتان۔

چُوکِدار ۔ نیلۓ چھِہ تَس بڈٕ سہل کام ۔

چیندرا ۔ لکِن رِہبری کَرٕنۍ چھِنہٕ سہل ۔ مگر تمٕ پکہٕ ناوٕنۍ چھِہ سہل ۔ تمٕ چھِہ گبوان

نہ أسی زیادہ رتی تہ نہ أسی زیادہ دانا ه

وصف اَسہٕ ینٕوی چھِوی یہوی سُون شانا ه

سہ وِز أسی منحوس یلہٕ أسی چھِہ زامنۍ

سہ وِز غفلہ ہندی أسی تارک سہٕ تباہمنۍ

نہ جانبازین ہنٕدہ نفنۍ امیدا

پکان أسی پکُن سانہ باپتھ نوبدا

دادا ۔ وۄلہٕ سہٕ ینیرو ۔

چُوکِدار ۔ نہ جناب نہ ۔ ییٚھنہ تُہۍ تِمن سیٚتۍ پکنہ سیٚتۍ پنُن پان تِتنس منز نراوِو ۔

تارہ ناتھ ۔ جناب تُہۍ بوزٕ ناوو اَسہٕ یننۍ شعر ۔ سأنۍ ہمسایہ تہ وانن پۄرۍ دُنی ۔ تِمن نہ واتہ اَمیُک سیٚٹھا فائدہ ۔

دادا ۔ نہ ۔ بہٕ ہیکہٕ نہ اکھ قدم تہ ینہٕ تس اورٕ بوڈ لنھ ۔ ینلہ دِمو أسی قدم ۔ یِمن جھنہ سون ینٕنہ رودُن خوش پوان تِکیازہ أسی چھنا تِمن جاے لگہ ابہ کران ۔

تُہۍ چھوا آدمی نٕزرین ہنزی باتھ بران تِمن بُھ دادا سزن

رباعین ہندہ مانچھک مُشک یوان ۔
نوجوان دیکہ وٹہ ، نم چھہ پکان ! نم چھہ پکان ۔

## گامہ لکُھ چھِ ارٛزان

گگامی ۔ یہ چھا پوٗز زِ یہ یتہِ ییہِ کیاہ نام بوزناوُنہ ؟ ہتھ کم چھوہ ؟ کیا توٗہہ چھا بوزناوُن ۔

نہ ۔ اَسی چھِ پرتھ قسمچہ زبادنیہ کران ۔ مگر یہ نہ ۔ یہوی اکھ وصف دِیاوہ اَسہ نجانٛ ۔

گگامی ۔ ہم کیا تَنا چھہ وَنان ؟ باسان چھُ ہم چھہ پرٛیژہ نزاوان ۔

چندرا ۔ اَسی چھہ صِرف تنوٗی اونٛ ونان ۔ یہ اِسہ بایِس پوٗرہ فکرہ تران چھُہ ۔ نہ نِمہ چھہ توٗہہ پرٛیژہ باسان ۔ داداچھُہ توٗہہ تی پھیرِی پھیرِی ونان ۔ یہ توٗ پوٗرہ پاٹھ فکرِہ تران چھوٗہ ۔ نہ توٗہہ چھوہ تمہِ دانائی ہند جوہر باسان ۔

## لڑٛکہ چھُ ارٛزان

لڑکہ ۔ مِیہ مِیٛوک نہ سُہ رٔٹتھ ۔

کسُ ؟

لڑکہ ۔ بُڈہ مو مِینوٗ ۔ بسُ ژہ ژھاران چھِہن ۔

ژہ وُچھنا سُہ ؟

لڑکہ ۔ مِیہِ چھُ جنال ۔ مِہ وُچھ سُوٗ اکِس موٹرکارہ منٛز گژھان ۔

کوٗت ۔ کتھ طرفس کُن ؟

لڑکہ ۔ میہ ہیوٚک نہ صحیح اندازہ کرِتھ ۔ تمسند بن پئین ہنز گرد چھہ
وُنِہ ہواہس منز نژان ۔
دوٚلہ نیلہِ نبرٕ وٲسی ۔
تمیٚ چھُ اسمان ہوٚ کھمِتھو بنہ پیترٕ وسِنی یورِ مُت (تم چھہ گرِتھان)

پوٚکدر ۔ تم چھہ پاگل ! پوٗرہ پاگل ! محضِ پاگل !

# نرُم انگ

## گوڈنیُک گیوٗن

{ وندہ چھُ یوان ہاوِنہ۔ یتھ سند کھٹتھ پاوٗن چھُ نوٗن ہوان بیدن }
پتمس سٹیجس چھُ گاہ پیوان۔ وندہ نہ بہار کی نقیب چھ شنٛز گژھان

## بہارہ کین نقیبن ہنٛد گیوٗن

یوان سُی بوزنہ گھمبیر کوتاہ
چھُ بُڈ کوتاہ۔ زُزر سُی پیر کوتاہ
ننانت کیٖشر چھس ژھوہ پہ دۆپ کرتھ کیاہ
یہ مرچہ گرہ زناری منز سرِتھ کیاہ
ولو یار ووَنی۔ گرہ وانِنہ بروٹھی
مرتھ دِنہ ہوس پنٕن پان پرزہ ناوےسیٗ
مسافر جامہ بدٕلاوس ساری
پوشاکھاہ نوٚواسہ وِنہ یاوُنک لاگوس
ژلیو بیتھ مردہ چیزن ہنٛد اُمس ٹھیلے
اُمس اندازہ بنہٕ ساری ڈلن پنہ نِیٔ

بیاکھ چھو کھ چھہ گیوان

سوٚ وٕزِ واتان چھہ دُنیا زانہٕ بلہ پلٕے
ژہ نوٗژھوٗنہٕ ہٕک کڈِتھ سابئن تہٕ ژھاین بنٕنی اندر
ییٚنہٕ کہٕ امہٕ نالہٕ متہٕ منٛزٕ چون دل
دریاوینہٕ ژہٕ ہیٚتہٕ مارہٕ آتن منٛز
شمالک واوِ ژلہٕ دوٗر بھوٗن منٛز وسا بوٚ
چھہ جادوگارہٕ سنٛزی ڈابری کران دٕب دٕبی زان پیٚہم
چھٕنہٕ رٕچ پونی وچھان بدلاوہٕ رنگ کر سبز رنگس منٛز

## شام

{تیمس سٹیجس چھُ انہٕ گوٹ گرٛھان۔ تہ بڈٕہ سٹیجک کاش چھُ
بوٚنٹ کرنہٕ یوان} جوانن منٛز جماتھیم چھہ ساری آواز دِوان
ہکیا! ہکیا! تہ بلہٕ أسی نظر چھہ دِوان۔ اسہٕ چھُنہٕ گردہٕ نہٕ
ہُبو کھمیتو پنہٕ بُرگو ورأہی کینہہ لبنہٕ یوان۔
مہٕ بابیوٗ مہٕ گوأوبرہٕ منٛزہٕ تمی سندِہ موٹر کہٕ جندک انہار ہیٚو نظرہٕ۔
تمی سٕنٛزِ وتھ وِنہ تھونی چھہ بڈٕہ مشکل۔ گرا چھہ یہ مشرق باہان تہٕ گرا مغرب
أسی چھہ دٕی دوہ ہیس ژھاین پتہ لأری ژھینتھ پینٕتی۔
نہ۔ دٕی دوہ رووا اسہٕ۔
بہٕ چھُسے ژہٕ پوز ونان۔ یُتھ یُتھ دوہ سوران چھُ میانٛس

دلس منز چھُ ہیم جادہ جادہ گنان۔

اَسہِ چھ غلطی کرِمژ۔ صُبحکی لُوُن ونی اسہ کتھ شیچھ۔ ”شاباش! پکان گژھو“۔ نہ ونی چھ اَسہ شامہ ژھای اکھ پیٹھ لٹہ گران۔

مہ چھُ فکرہ نژان اَسہِ چھُ دوکھ دِنہ آمُت۔ مہ ہیٚژن ونی داد اسنزن رباعین ہنٛز پرٛ و نِٹھمہ کھوٚنہ جادہ فدر بانٛسی۔ مہ چھُ باسان اَسی آسو جلدی ساری پنٕنہِ بہتھ رباعہ ونان۔

تہ پتہ ین ساری ہمسایہ۔ تہ سمن اسہ انٛدیٚ انٛدی۔ تہ تم لبن سانہ گاٹہ جارُک ہیوٚنُ جادہ فائدہ نہ تم زاون نہ اسہ ژہجہ۔

تہ اَسی گژھو اَکس بجہ شبلہ ہندی پاٹھ رُوزِتھ۔ یُوسہ سرد چھہ آسان نہ بیتھ نہ حرکت نہ گژھان چھہ۔

تہ پتہ اَسی نتہ نس ہیٚہمو لُکھ کرن اَسہ سَنز وُنہ منٛدی پاٹھی گیرہ بہ تُھس جارِنن گژھان۔ سوُن لیڈر اگر ونی پوزہ سہ کیا خیال کرہ سوُن؟ مہ چھُ یقین سانٛی لیڈرنی چھُنہ اَسہ وقہ راوہ راوی مٕژ۔ اَسہ چھُ فضول زُوجان زٹہ ناوان۔ تہ پانہ چھُ بزہ مرہ وٕٹھ بہان۔

پکھ سا وَاپس گژھو تہ نالس زٕ شنوُس جینٛبھی۔ اَسی وَ نُونس

أسی پکوی نہ اکھ قدم تہٕ بر ونٛتھ ۔ نہ أسی ہیموی یژہ زنگہٕ ڈیتھ۔ ییمہ سانہٕ زنگہ ناکارہ پھرائہٕ ۔ ییمہ چھہ ہر ہمیشہ وتن پیٹھ دوران آسان۔

أسی تھوو ینہ اَتھ پائس پیتھ کنُ ۔ پیٹھ کنُ چھنہ کانٛہہ فتنہ۔ سورُوی مُصیبت چھُ بر ونٛہ کنہٕ ۔ سانٛو سارُوی استخوانو منزہ چھو کمبرُی زیادہ یژی زیور ۔ یہ چھُ اَسہ ونان "تراو و ڈاف" یلہ أسی جوان چھہ آسان ۔ یہ سائنی پھأتی کأژاہ باوہ تہ شوخ چھیہ آسان ۔ مگر یتھو لاکن چھہ أسی یینہ ٔ نسی کمرس پیٹھ بھروسہ ہیکان کرتھ۔

یہ چھُ سعہ کول با دیٛوان ۔ یوسہ سأنی گأمی کنہ وسان چھہ ۔ اَسہ باسے یو ومہ دو ہہ صُبحن زٕہ یہ چھیہ اَسہ ونان ۔ بر ونٛتھ پکوِ ! بر ونٛتھ پکوِ ! مگر دراصل یہ اَمہ وون نہٕ اوس ۔ "اینزٕ ! اینزٕ" دُنیا چھُ سورُوی اینزٕ۔

سون ییڈٕت تہ اوس اَسہ پی ونان۔

بتھوی أسی وایس ونو ۔ أسی گرھو سیٛو دی ییڈ نس نشہٕ ۔ أسی نیرو نہ زانٛہہ تہٕ ییڈ نہ سندہ نشہٕ سترٕہ کیٛو حدو نشہٕ اکھ رٕتھ نیبر ۔ اَسہ کأژاہ غلطی کرٕ ! اَسہ زٕون زٕہ حرکت کرٕنی زنہ أسی کانٛہہ بڈی بھو درٕی ۔ مگر ییژی یاٹھی نہ

حرکت کرنی -- نی چھہ بہوٗ دٕری - تہٕ کیازِ یہ گو سارِسیٔ حرکت
کرِہ وِنس دُنیاہس مقابلہ کرُن -

اُسی چھہ بہوٗ در سرکش - اُسی کرو نہ حرکت - اُسی ہاوو ژھوٚپہٕ
کرِتھ بیٚہنُک جُراٗت تہٕ بالکُل ہِلو نہ اکھ آنٹھ تہٕ -

شاسترھ چھِ وَنان زندگی تہٕ باوُن چھِ دوٚ نہٕ وِے ژلہٕ وِنی -
زندگی تہٕ باوُن گژھن برباد - اُسی ہِلو نہٕ - بیٚنیہٕ چھُہ شاستر
وَنان -- "سأنی من نہٕ سون دھن تہٕ چھِہ ژلہٕ وِنی" نہٕ اُسی
چھِہ وَنان - "دوٚ نہٕ وِے ترأ وُکھ - نہٕ لوٚٹ پاٚٹھی بہو -"

اَسہِ پیزِ سُوی نُکتہٕ بیٚنیہٕ تلُن - بیٚنہٕ بس اَسہِ شروع
کرِے بوو - مگر تمیُک مطلب گو حرکت کرِنی -

اِدہ ؟

یوٗ تمس وأنی تتی نئی بہُن -

نہٕ - اَسہِ پیٚزِ خیال کرُن زِ اُسی آسی اوت وأتہٕ بروٗنہی وأتی متی -

اَوہ - اَوہ - تمہٕ پیٚتی روزِ سون دل تہٕ دماغ لو نہٕ
پیاٚ ٹھی - اگر اُسی زانو زِ اُسی چھِہ کمہٕ نام بیٚنیہٕ جایہ پیٚٹھہ آمتی -
رینِلہ چھُہ دل تمہٕ بیٚنیہٕ جایہ باپتھ خاہش کران - سو گوسہٕ نام
جاے چھِہ - بڈہ خطرناک جاے -

تمِس لِس چھِہ زیٖن تہٕ حرکت کران تہٕ سٹر کہٕ تہٕ - مگر لوٚیت نام سون تعلق چھِہ -

# ہم چھہ گیوان

رٹنتھ زورہ پھی جاے حرکت کرو نو
ژھہ ینہ ٹین گلن اسہِ دوان ہو کھنہ منش اندر
ہتہ میوہ ینہ تنک چھہ تکلیف ٹالان
چھہ جاری ھٹوڈ تارکن چمکنچ یہ دحماقت
کرو اسی پنٔنی رہہ ژھینہ۔
کرن شور جنگل سمندر گریزن یہ د
بیہو ژھہ یہ کرتھ اسی
صدا سہ درہ چین لہرن ہندنہ گرھتن کنن
بے حرکت بیہو اسی۔
اَسَن کھنگال ژھکھا بوزان؟
اَوہ! اَوہ۔ اَسُن چھُ گرزھان۔
کاڑاہ تاغنی چھُ دِوان۔ اَسِہ چھینہ ترٛ کالہ ٹھیہ پڑتھ آواز کنن گژھ۔
اسی اسی ازتام اکِہ اَسَن شہہ بابت دم پھُٹی گامتی۔
یہ اَسَن کھنگالہ چھُہ سارِنہ باپتھ سونتھ رُود ہیو۔
یہ کمُندستا اسُن چھُہ؟
اندازہ چھُک نا ہیکان کرِتھ؟ یہ چھُہ سون جندرا۔
کاڑاہ عجیب عنایت چھہ امیس اَسنچ سپٕزی مُژ! زان چھہ

پاٹھ ادر وسان -

یہ چھُ وتہ ہیُندین سارنی کرہینٛن کنہ پھلین ڈُور چھکان -
یہ اُسُن چھُہ تا پھہیو - یہ چھُہ پننہ نہٕ تلوارہ سیتی وُنلہ ٹکرہ کران -
ربا عین ہِندہ تیٚک سورُوی ہیم تہ موٕ کلیو - وہ وہٕ نشوینرو -
وُنکہ بیٹھہ چھہ اُرسہ ناعی کانم -
نشاستر چھُ وٕ نان دٕ بیتھ سمسائس چھُ سورُوی ژٕلہٕ وُنوی - تہ
سوینے اوت چھُہ زندہ بُس پننیٚ فرض پُورہ کران تہ شوٚہرت لبان چھُہ
ژٕ کیازہ چھُک تیمیٚک حوالہ دوان ؟ ژٕ چھُبا وُنہ
ربا عین ہیُند نجار ؟
شوٚہرت تہ کیا چھوی ژٕ مطلب ؟ دریاو چھا پننہ نہٕ
پزیٚک کانہہ پرواے کران - شوٚہرت چھ زندگی ہِندہ
آرک پوٚش -

(چندرا چھ اکس اُمِس سازندس سیتی اژان)

چندرا - مہ لوٚب بڈہ موٕ ہینُو سُند پتاہ -
کمِس نشہ ؟
چندرا - یمِس بڈہ سازندس نشہ -
یہ چھُہ اوٚن ظاہر -
چندرا - اوہ - اوے چھُنہ امِس نظر ژھارنی ہیوان -

ژہ کیا چھک ونان؟ کیازہ ہیکہ کھا اسہ سینزی وتھ ہاوتھ؟

سازندر۔ اَوہ۔

مگر کتھہ کنی؟

سازندر۔ تہ کیازہ بہ چھس قدمن ہنز آواز بوزتھ ہیکان۔

اسہ تِہے کن چھہ۔ مگر۔

سازندر۔ بہ چھس یہ آواز ساری وجودہ سیتی بوزان۔

چندرا۔ یا منتہ میہ ہین بڈہ موہنوی سُند پرژھہ۔ یم گیہ
کانہہ سیتی نھوُد وتھت۔ یہوی سازندری اون آم بے خوف
بوزنہ۔ ہیاگی کینہ چھنہ اُمس اوے خوف۔ کیازہ یہ چھنہ
وچھنہ ہکان۔

سازندر۔ ژہ چھکھا زانان مہ کیازہ چھنہ خوف؟ یلہ ہیانہ
زندگی ہند۔ افنا بہ لوس نہ شوکھس ییو اینو۔ انہ گٹہ راتہ
ہاوی مہ ہیتی ساری لوُ۔ تہ تمہ دوہہ ہیٹھہ چھُہ نہ میہ
انہ گٹہ ہند کانہہ خوف رُود متھ۔

اچھا۔ بتلہ بنبر وونی۔ شامہ تارک کھوت۔

سازندر۔ بہ گیوہ۔ تہ گیوان گیوان پکہ۔ تہ تُہی پکیوم
پتہ۔ یود وے نہ یہ گیوہ۔ مہ بیہہ تہ پتہ وتھ اکھہ۔
چون مطلب کیا چھہ؟

سانٛدر۔ میانٛی پأٹھ چھہ بہ ونٛتھہ پکان۔ نہ پہ چھس
پنہ پنہ پکان۔

## سُہ چھ گیوان

یارہ سوٛنتَل قدم خاموش کمرس کُن ژٕہ پکھ
چھَم نہ ونھ معلوم پانٛس۔ چھُمنہ جشمن گاش میٚہ
میوٛن دُنیا۔ زندگی دوہ نہ وسے چھہ میم تاریک سکھ
گنٹہ منز رہبر بنان چھُم چوٛن قدمن ہنٛد صدا
یارہ سوٛنت پکھ ژٕہ امہِ تاریک بَژھِ ہٕنٛزِ ہوٛشہ سان
ونہ ہنز کنٛی شیٚچھ ییی ژٕہ راژ منز تے سوٛننہ کس ہوٛسس اندر
پوشہ ہارک مُشک ا دفر۔ گنٹہِ منز ہاواں میہ گاہ

# ژورم انگ

## گینگ گوڈ

[جوان جیرن ہنز چھ اکھ جما نھا اژان - تہٕ تِم چھہ پنٕنی زان پہچان تنھ گیتس منز کران -]

دُو بارہ بینہ والہ با وُنک گیت
پوُنتن بنھ کران "الوداعؑ الوداعؑ" أسی
یِھُہ مطلب ہوَ بار بار پور پھیر تھ
ہیَتو ہو - ژہ کُسُ چھک ؟
بٕ چھُس پوش واکُل
تہٕ ادہ سہٕ - ژہ کُسُ چھک ؟
بٕ چھُس پوش پارُل
تہٕ یم کم چھہ بنہ لسن ؟
چھہ اَمبہ پوش أسی - نوزہ سودرس ٹھُبس پھٕلی
اسان أسی تہٕ بنزان ببہِ وقت وانان
چھہِ تس لوہ لہ منز وِوٹھ دوان پیس دِ وھیہ یُن
نگرہ یے ژہ وتم ژہ کُسُ چھک ؟
بٕ چھُس پوشہ شیمُول -

20775

نہ ادہ سہٕ تٕہ کُس چھکھ؟

بہٕ چھُس کأمِنی گۄنٛد

نہ یِم کم چھہ ونتم -

چھہ نۄ تۄ چھوکھا أسی نوین برگنے ہٕنٛز

[ وندہ چھُہ سونتھ بنِتھ ظاہر گژھان - جوانن ہندین رکیہ وٹھ

بہٕ زٕ ہمتین سوالن ہُنٛد جواب دِوان ]

یار ترأوِتھ لۄنٛنگ گیٖت

تٕہ چھُکھا مانان تٕہ کھینتھ یا ونِس نِشہ شکست؟

تٕہ

تٕہ سمکھُکھا آخر ہمیشہ روزن وألِس ٹٔڈس - بسُ ہمیشہ نوی

تو چھہ آسان؟

أہ -

کیا تٕہ چھکھا رِنۄ دیوار ونِشہ درامُت - یِم دُسی ہیوان چھہ

نہ نئی نِل تہنان چھہ یِمن یِم پناہ دِوان چھہ -

( بیاکھ جماتھ چھہ گیوان )

تٕہ چھہ کھا زندگی ہندی دُسی ہار کھسُن مانان؟

آو -

20775

ژٕ چھُکھا اجلہ منزٕ درامُت۔ یُتھ ژٕ آخرٕ کار اجلہ رٕسِتھ
سیٖنٔی ہُتھی لاگے ہیکِکھ کرِتھ ؟

آہوہ ۔

ژٕ چھُکھا گردٕ ہندِس دیوٚس کلہٕ دٕ وٚگمُت ۔ یُس جانس اَر
شہرس نیٖنگلاوان چھُ ؟

آہوہ ۔

[بہارکہ پوشِ چھہ منٛز اندٕ اندٕ سمان نہ گیوان]

## تازٕ حُسنُک غزل

کراں آسی انتظار اَسی ستر کہ بیٚٹھ تہٕ ساتھ گنزراوان
یوتامت چانی رٕوین جلوہ اسہ دیُت سونہٕ صبحس منز
پوان چُھکھ زن سپاہ زادہ عجب قصہ وَنے کوتاہ
برس تل تُھوکٔس چُھکھ زندگی ہند واوٕژی زینان
چھہ آس جاراں گرتھان ییلہ یاوٕ یُچھ آوازٕ ہنز لکے !
چھہ بوزان چانہ زیٖوہ ۔ بہارہ کہ خوش ہوا وکی پاٹھی
بہارک خوش ہوا ینتھ گنی چھہ صبحس عطر ہیتھ نیران
ننھے کنی چونِ دامن خوش ہواوس منز گرتھان ڈُڈی ڈُڈی
چھہ جائیں باڈی مستی منز ملائی پوش گونڈی ننتھ گنی
نبس ینتھ گنی چھہ شوبان نار کِن ہندی پوش گونڈی آسان

دزان اکھ نار چانِس اسنکس رپہ دس اندر۔ تعجب
چھ کُس زانان کھٹمتی چھ پت ژہ کیتہ تس تیر تم ساری
بِچھ موتس واتناوان جسم وجانس ضرب ہم کاری

(رات)

[یمِس سٹیجس چھ اِنہ گٹہ یوان کرنہ۔ نہ بڈہ سٹیجک گاش چھ
یِوان سوتہ کرنہ۔ یتھ بہ گھرہ سیاہی دارماتی زِنگس ہِتھ واتان چھ]

(جوانن ہنزِ جماعتہ ازان)

چندرا چھُ اِسہ ترِاوتھ بیئیہ ییر تھ گومُت۔
سُو ژھوہ یہ کرتھ بیہِہ ناوُن چھُ مُشکل۔
اَسہِ چھُ تکلہ دِنہ یینی آرام میلان۔ مگر سُ چھُ یکین منزی
آرام حاصل سپدان۔ سُو چھُ اوُن سانِدر ہنز کولہِ اپور گومُت
بُیہ سندہ انز ناکس سنہرس منز۔
چندرا۔ کُہ کیشیدہ روشنی ژھانڈان چھُ۔
توسے چھُ سون نیسٹرِ نمتس "دنگل" وَنان۔
چمنہ را۔ بلہ نہ اسہ نش آسان چھُ۔ ساَنی زندگی چھ بالکل تہ ہر بابان۔
ژہ چھُ یاباسان کیاہ آرام سپدن وول۔
آسمان زَن چھُ سانِس نِنتھس کُن الوداع دِنہ والس ویسنہ

سندی پأٹھی وُچھان باسان - یہ لوکٹ کوٗل چھُ زندٕ مٕنزی
قطرٕ قطرٕ نیران - زن تہٕ نصف شبکی اُش قطرٕ چھِ -
اَسہٕ چھینہ برونٹھ زانہہ تہٕ زمینس پیٹھ تیتھ غورٕ سان نظر کرمٕژ -
بلہ اسی برونٹھ کُن ٹکھ نلان چھِ - سانہٕ اچھ چھَہ برونٹھ
کُنُی اوٚنٕ مُدٕ گنڈٕتھ آسان - تہٕ اسی چھینہ پانس
دِچھن کھوٚرٕ کِنہہ تہٕ وُچھان -
اگر پرٚنتھ کانہہ چیز گردشس منز آسہے نہٕ - تہٕ نظرٕ ڈلان
آسہے نہٕ - نیٚلہٕ ییہ ہے نہٕ اِسہٕ کانہہ حُسن بوزنہٕ -
اگر جوانی حرکتٕ منز گرمیٖ اوٚنٕ آسہے - یہ دَزٕہ ہے -
تہٕ ززٕہ ہے - مگر ہمیشہ چھُ انہٕ پوشیدہ اوٚش آسان ییٚن
انہٕ تازٕہ ھُوان چھِ -
دُنیا ہیچ آواز چھینہ یژی آزٕ - زٕہ "میٚہ چھُ" مگر یہ تہٕ زٕہ
"بہٕ چھُس دوان" -
تخلیقہٕ کِس گوڈنکس پھولہ وِنِس نورِس منز اوس "میٚہ چھُ" "بہٕ
چھُس دِوان" سینی سینی - اگر یہ رشتہٕ ژھینیٚہ ییہ
نیٚلہ گژھہ پرٚنتھ کانہہ چیز فنا -
مہ چھُنہ تران نکرٕ زٕہ اَمی اَنی ساز ندرٕن گوٚمت تہٕ انہٕ نا واسی آخر -
زن چھُ باسان زٕہ ہم نگی ساژی تارکہ چھِ تِمن بے شمار اچھن ہنزٕہ

مُدیہ ییم أسہِ پرانین مٹھی متین زمانن اندر سمکھہ مژہ چھہ۔ لبنہ چھہ بوان زن تہ یوپہ شومنزی تھنزہ بھسرایہ کٔن گرٛھان چھ ییم اسہِ مشراوی متی چھہ زنتہٕ وٕنان زہ اسہِ تھوو یاد۔ ہرگاہ نہ أسی گیوٚو والنج پھٹہِ۔

## ہمہ چھہ گیوٚان

لول نیٖرہ وُنہ مارتہٕ پانس ییتہ کینٛہ ہا دِلبرو؟
زندگی منزٕ اوٚر رٔوُنہ ماسکوٚن ہا دلبرو؟
وَنہ تہٕ نیتھ اوُسک یکان سوی اٰیاویا مشرٛوتھا
ییٚیہ یکُن نمہ وَتہِ تہٕ ما ناممکنا؟ واحسرتھا
چھسُ بو فیران کن دِوان بوزان آرن یند گریزن
کن دِوان برگن یوان خوش چھُم تہند سوٗنٹ سوٗنہ زلُن
چھُم میہ باسان۔ لبہِ سو وُتھ یوٚسہ وانتہ ناوِم تنتھ تیٚیے
شامہ کٕئن بنہ تارکٕن تھِچہ روومُت لول لبہ بیٚیے

بہار چھہ موٗسیقی منز یوٚسہ لَے پاٰدہ گرٛھان چھہ کأژاہ عجب چھہ۔ باسن چھہ زُنُنہٕ بہ لیٖدرے مٔتین بنہ برگن ہُنزٕ لَے چھہ۔ بہارن چھہ اوٚنٹ پاٰٹھی بینٛنی آشی پھِببری بینتھن کالس سوٗ بنِہ اٰوی منٛزہ۔ أمِس ءأسی فکر اسہِ گوٚ زھسنہ فکرِہ نرٕن۔ یکبارہ أسی چھہ سٹھا لوگمٕٹی۔

یہ ادس اَسہ اسنو سیٹھی تیٖلاوُن پژھان ۔
مگر اَسی ساوکھ ہینٛہ دِل اپار رِمہ ہِتھہ کِس غمس منز زالس ۔
آہ۔ یہ ٹاٹھ زمین ! یہ خوبصورت زمین ! یہ چھہ سوٗن
سوروٗی کینٛہ پژھان۔ سانین اتھن ہُنٛد پھش نہ سانین دِلن ہُنٛد گیوٗن۔
یہ چھہ پژھان نہ سوروٗی نیبر ژھٹن یہ اسہ اندر چھہ۔
نہ نہ یِچ نہ اَسہ پانس خبر چھہ۔
اَمِس چھُہ افسوس زِ یہ چھہ کینٛہ چیز لبان یِمو سیتی یہ
زانان چھہ زہ مہ لوٗب نہ سوروٗی۔ اَمس چھہ لبنہ برونٛٹھی راوان۔
ہائے سوندر مالٔ زمینی ! اَسی نَے دموی نہ زانٛہہ تہِ دوکھہ۔

## گیوٗان چھہ

ادہ نیبرہ نازہ گوڈ نیتھ ژہ پوشہ مال تھاوے
سا دین غمن دوکھن منز کرِتھم ژہ کِتھہ نہ ستھہ نَے
دوہی لوسنین ہنگہِ دل ون میون بولہِ کِتھہ کنی
کِتھہ چھم پوان وُٹھن نام۔ بے لَے تمے چھہ وزان
سوٗی باغٔ بُس نہ گیوٗوے بیہ کنِہ اَشس کھٹت چھم
بابا۔ ژہ ژُونتھا۔ کُس تام زن ہا یپارِ دراو؟
اَسہ زیٖون نیوی اوت زِہ یپارِ دراو کُس نام۔

مہ باسیوکھس نام ونِہ یکوٗنی سٕنِدہ چوٗغجہ چھی گٔلِنی۔
اَسِی دِرایا یہ یانہٕ کَسُ تامنِتھ لٹنہٕ۔ مگر اسِہ چھہ وٕنی یِپہ نوی
پان رٹِہ ناوِنج خاہش۔
بنِہ سازندرنہٕ ہیوٚ وآنِتھ۔ کوت وانہٕ ناوِتھ اَسِی؟
بنِہ چھِہ اسِہ یکہ وٕنہٕ دُنیا ہک شہاہ کٔگان۔ نارک نبگُ تباہ۔
اَسِی آیا یہ نِوہ قسمُک پاُتھر اَزھارنہٕ۔ مگر وٕنی چھِہ
اسِہ ہشنِتھ گومُت زِہ یہ کیا پاُتھر اوس۔
اَسِی آسِن بُڈہ مو ہینِوُ رٹن تِرھان۔
یہ ہِتھ کانٔسِہ ون سُہ چھُہ خوفناک۔ حیسِہ روٚس کلے اوت۔
اَس کھُلہ وٕہرِتھ اکھ اَزدہایُس دُنیا ہچہ جوانی ہنزِ
نُوِن نِنگلاوُنُک خاہشمند چھُہ۔ مگر اسِہ چھِنہ وٕنی تمُند
بالکل کُنہہ خوف۔ پوش چھِہ گرزھان۔ بِنہ برگ چھِہ گرزھان۔
دریا وچھ لہرہ چھِہ گرزھان۔ نہ اَسِی نِہ گرزھومُن یِنہ یِتہ۔
ہے اَنی سازندرا۔ نِلِسہ تُل ستارہ نہٕ گیوُناہ۔ خبر
رآژ ہنزہ گرزھ چھِہ بجے مرٕتہ؟
سازندر چھُہ گیوان
پیشکش عالم کران سوروی ہمیِّس تس دلبرس
منگنہ برونٹھی چھُم یہ سوُروی برونٹھ کنِہ حاضر کرِس

گٕرس یلہٕ بخشش تنس لوٗٹہٕ ۔ نتہٕ کھوژُس نہ بو

پیٚنکِس یتھ کرنہٕ سوٗرِی گرٛھہ بو، یلہٕ تس کھوژہ تُہ

صبح شفقک سعٔن لُتُنٛد گیٖنن ، انٛدٕ حدٕ صلِ کران

شام نکھہ والان قرض سوٗ نہ کوٗی سٔٹھاہ سوی خوش گرٛھان

ہنٛز وُسی وٕسی پٮ۪ٹھوٗن ہوان یلہٕ پوش اسٕقی پھلِ دوان

دُوکھِہ لوسہٕ بر ونٛیٹھۍ دلہٕ لولہٕ سئیٖ بخشان یان

سازندرا ۔ چندرا کیاڑہ چھُ وُنہٕ غار حاضر؟

سازندر ۔ تہٕ چھےٚ نا خبر شوٗگو ۔

کوٗنٛت ؟

سازندر ۔ تمۍ دوٗن "بہٕ گرٛھہ تہٕ سٔہ زیٖنہٕ" ۔

کُس ؟

سازندر ۔ سُریٚی سٲرۍ کھڈان چھہ ۔ تمۍ دوٗن ۔ "بہٕ
کیاڑہ چھُس نتہٕ جوان"

واہ ۔ تہٕ گو جان ۔ داوا چھُ بنہٕ نٕہ رباعہ کامہٕ کینۍ یوٗژناوتہٕ گرٛھان ۔
تہٕ چندرا چھُ گومُت ۔ کافی چھُنہٕ پتاہ کیاڑہ ۔

سازندر ۔ تمۍ دوٗن "انسان چھُ ہمیشہ گنٛز نتہٕ گنٛنہٕ
کاذہ خاطرہ لڑان روٗدمُت ۔ یہ چھُ تمہٕ کوٗی صدمہ بُس
بہارکس خوش ہواوس پریشان کران چھُ ۔

صدمہ؟

سانڈر - اوہ یہ ہے شیچھ زٕ امانہٕ سُند جنگ چھُپنہٕ ووٚنہٕ ختم گومُت
کیا یہی چھا بہار یچ شیچھ؟

سانڈر - اوہ یم سُرنہٕ ہینٛی امر سیدی منتی چھہ - یمو چھہ
بہارہٕ کین تازہ بنہٕ دُھرن اتھہٕ شیچھ سوزمژ - سو چھہ یہ اِسہ
گونہٕ زانہہ ستکھہ زٕ وتھ کیا چھنہ یہ ہے - نہ کوزٕ آسہ خرچک
زانہہ تہٕ پرواے - نہ وچھا اور تہ نہ یور - تہ اَسی دلاے گدم تہ
لیچ پھلے - اگر اَسی بحث کرنہٕ ییہہ میہ ہو - تیلہ کتہ آسہ ہا یہ بہار؟
چھنہ درا چھا امی کتھہ پاگل گومُت؟

سانڈر - تم ووٚن -

سانڈر چھ گیوان

ہٕنزہ بہارک گُل چھہ آمت میانہ فتح پوشہ مال
نار خویش منز برائی چھم جنونیچ واوہ مال
ماتمیچ آوازٕ گھرہ منزہ رٕ وٕ ژاوان بلبی مزاج
برونٛہ کنہٕ چھم ہوت دُوٕ تھہ دِنہٕ بینکش تھاوان ناج
یاونک وِچھ واو وایان سوزٕ اسمانک نشان
بیون دِل اکھہ ساز و جنس ہیتی بے پرواہ ژٕان

چھُنہ تھاوان اوّرہ اَنی اَنی سو ہُنر تہٕ ابنار بو
باگراوان چھِس نہ خرچاوان سارٕی ردبار بو
عقل تے راحت کران یا پوٚس سپدہ تہٕ الوداع

مگر سُہ گوٚژ سنا گو؟
سانذر - تمۍ وون - "بہٕ مہکہ نہ وَنِتھ ییٚتھ چاوِہ کالس پیٚاوتھ -
مےٚ یہِہ تٔش نشہٕ گرٛھُن تہ تس سمکھُن - نہ تھۍ تہ نیِٚن۔"
مگر سُہ کمہ وِنہٕ گو؟
سانذر - سو چھُہ گوٚ بیہ ژامُت -
تہٕ کیتھہٕ کٔنۍ؟ تتھ گوٚ بچہ منز چھیہ بیم ناک اِنہ گٹہٕ - سُوژاوہ تور
پرژھہ گاٹہٕ کرنہٕ ورآئی -
سانذر - اوہ - سُوژاو گوٚ پھ منز پانٕے پرژھہ گار کرنہٕ -
سو کرِ ییہٕ واپس؟
مےٚ چھُنہ یقین سو کیا ییہٕ زانہہ نہ واپس -
اگر چندرا اَسہِ تراوِہ - تیٚلہ چھِنہ روزِنس کانہہ نِہ مزہٕ -
اَسی کیا وَنو پنٕنِس لیڈرس؟
لیڈرن نہ تراوِہ اَسہ -
تمۍ تھوو نا گرٛھنہ برونٹھہ سانِہ خاطرہ کانہہ شیچھ؟
سانذر - تمۍ ووٚن - "مےٚ پرٛاری زیوہ - بہ یِمہ واپس"۔

رَاتھ مغلہ سنزن چکن منٛد ۔ مگر ونی ۔

دریاوکس اپاری مس ہٹس ہیٹھ چھکھا ژٕ ہوٗمس ہیٚنہٕ سنٛد ونگن بوزان؟

باسان چھُ زِ نہ کانٛہہ ڈانٛگی امس گھرِ کھسِتھ چھانٛڈ والان چھِیہ

اگر امی بیٛتھ ہیو کمٕن آسہے ۔ چیٛزر آسہے وُنیک تام اپس بھیوٗر منٛز۔

کاش یہ رات گزرِ ہے گنہ پٲٹھۍ!

ژٕ چھکھا زنانہ کریکہ بوزان؟

یمہ زنانہ ۔ زنانہ ۔ یمہ چھ ہمیشہ کریکہ دِوان آسان تہ

وَدان آسان ۔ مگر یمہ ہیکن نہ منٛ واپس پھرِتھ ییٚن ضرور

برونہہ ٹکن چھ ۔

ونی چھ بیٚنہٕ گنٛو ژھوپہ دَم کرِتھ ہیٚن ناقابلِ برداشت پیدان۔

انسان چھ ہنہ یِدی چیز سوچان ۔ یلہِ بیٚنہٕ گنٛو ژھوپہ کرِتھ

بہان چھ ۔ وولہ اسی نہ نیرو ۔ یُتھی اسی وَنہ یکن ہیمو خوف ژلہ۔

مگر اَسہِ کُس ماِرہ وَنتھ؟

اوٗن سازندرا یے ییٚنہ چھ ۔

سازندرا ۔ کیا چھک ونان؟ ژٕ ہیکیہ کھا اسہِ وَنتھ ماوِتھ؟

سازندر ۔ اوہ

مگر اسہِ چھُنہ بہان چون ۔ ژھوپہ ووی گیوٗنہ یسی اوٗن کنہِ کنٛہ

ہیکھ ژٕ ونتھ لبتھ ۔

ہرگاہ چندرا ییہ نہ ژانہہ تہ واپس ۔ تہٕ پیٚی بۄن ۔

اَسہ زوٗن نہ ژانہہ زِہ اَسی چھہ چندرس پوٗت سخت محبّت کران ۔ یمن یینتِھ دوہن کرِی اَسہ تس سینی مخوٗ کے اوت ۔ بلہ اَسی گندنکس خیالس چھہ آسان ۔ اَسی چھہ گندنس سیٚتی بیٚتھ منٛز گرھان زِہ اَسہ چھہ گندان بوج مشغہ گرھان ۔

ہرگاہ سو وُنی اکہ لٹہ واپس ییہ ۔ اَسی مشراوِن نہ ہرگز ۔ مہ چھہ باسان ۔ اَسہ چھُہ منس واریاہ دوہ کھ دِیتٕ مُت ۔ مگر ممُتند محبّت اوس بموٗ ساروی چیز وِنشہ بالا تر ۔ بلہ سُہ اَسی دوہ ہوی وچھان آسِن اَسہ زوٗن نہ ژانہہ تہ سُو کو تاہ نندہ بون اوس ۔

{ مَم چھہ گیوان }

اوس بلہ ہر اَگاش میا اَسِن دُنیا ہس

رُودہم چشمو پیٚر

بیٚلہٕ نہ وُنی سُی گاش رُود

ژاکھ دِلس میا اَنس اندر

آسہ بلہِ اچھہ دارہ میہ

گیوٗندمن میہ

اوسہم دروانہ پیٹھ اسہٕ ناکران ۔ نظراہ دِوان

میچہ یلہ اچھہ دارہ خاکس سیتو وونی
یوری ییتھ مئہ تکھہ یہان ۔
گیوٗنہ باینتھ یتھ دِلہٕ اونُن بجا
بلہ تارٕ گیہ مہ سینتارس فنا

سُو ساز ندر چھُ زٕھوٕ یہ دم کرنہ ہتھ ۔ مہ چھُنہ یہ پسند ۔
سُو چھُ ہرد اوبرگ پاٹھی منحوس لبنہ یوان ۔
وولہ رخصت کرو س ۔
نہ ۔ نہ ۔ اسہ چھُ وائلج کھسان ۔ یلہ سو بیتہ لس یہان چھُ ۔
ژہ چھکھنا وُچھان ۔ اُمندس نبس ہیٹھ چھُنہ خوف کانہہ تشاناہ نہ ۔
باسان چھُ زنتہ اُمندس ڈیکس شیچھ یوان چھ ۔ زنتہ اُمُند جسم
کانسہ ہند دورہ آسُن ژدزان چھُ ۔ زنتہ اُمندین اونگجہ
ٹینڈن اچھہ چھ ۔ اَمِس نظر ہوٗنہ سیتی اونٹ چھُ اُسی ہیکان
وُچھت زہ گنتام چھُ اتہ گٹہ منز یوان ۔
وُچھ ۔ سو چھُ نفود دوہ نقصان ۔ سُہ چھُ مشرفس کُن پھیران تہ
نمان ۔ تو نہ چھُنہ کینہ بوزنہ یوان ۔ گاشیچ اکھ لٕی نہ چھُنہ بوزنہ یوان ۔
یہ گوُنہ پرزھو اَمِس ژہ کیا چھک وُچھان ؟
نہ ۔ نہ ۔ اَمِس مہ اَن سیتھ ۔
ژہ چھیہ خبر ۔ مہ چھُ باسان زہ صُبح چھُ اَمِس منز پھوٗلمُت ۔

زَننہ گاشِہ ژھٹہ شکارِ اُمی سُندِس ڈیکس بٹھس پیٹھ وَاتہٕ مُتھ چھ۔
سُبحکہ نِکی بٲٹھی چھ اُمِس مَن نہ سُکوس منز۔
جانورن مِنزہ گیوٚ نکُ طوفان مارہ ووٚتی ژھٹہ۔
اُمی یُیر پیٚنٹھ نے وانِ۔ اُمی سُندِ دل چھ گیوان۔
ژھو یہ۔ اُمی ہوٚون گھوٚن۔

## سانِدر چھ گیوان

اے بوٚدُر دِل پَتہ ہروِنہ کامیاب آس کامران
کامیاٗبی زندگیہ۔ لوٗس۔ سرورس آر سنے
تا قیامت پوشہِ وِنہ یی لوٗلہ نورس آسنے
اے بوٚدُر دِل یقینٕ بٔھو
راتھ آخر موکلہ۔ اِتہٕ گرٛتھ فنا
نامرادی تراو وُنہ وونی نیندرہ
گاش وُچھ پُوہ صُبحکوی۔ وتہ گیت گیو
آہا۔ ہو کیا چھ چندرا۔ چندرا
ژھو یہ۔ شور مہ کرِو۔ مہ کھینہ وارہ بوان بوزنہ۔
یہ چھُنہ چندرس لوٚس کانہہ نہ۔
اوہ۔ یہ کاژاہ خوشی نَہر گتھ چھ

چندرا۔ وولہ سأ۔

چندرا! ژٕ کتھہ پاٹھی ہیککھ اَسی ہیتِھ کانسہ نزاوِتھ؟

ژٕ ہیوکھ تھناسو بُڈہ موہنوٗ رٹتھ؟

چندرا۔ آہنسہ رٹُم۔

مگر اَسی چھنہ سُہ وُچھان۔

چندرا۔ سُہ چھُہ نورٕ پکان۔

مگر ژٕ ونتہ اسہ گوٗ پتہ منز کیا وُچھتھ ژٕ؟

چندرا۔ نہ بہٕ ہیکہ نہ توٚہہ وُنتھ۔

کیازِ ژٕ؟

چندرا۔ ہرگاہ میون مَن آواز آسہٕ ہے۔ تیلہ ہیکہ ہو وہ بہٕ
توٚہہ وُنتھ۔

مگر ژٕ ہیوکھ تھناسو وُچھتھ۔ بسُ ژٕ روٗٹ تھن۔ کیا سُی اوسا
دُنیا ہُک بُڈہ موہنوٗ؟

سُوی بُڈہ موہنوٗ یُس جوانی ہُند سمندر سخت ذُدسہ لدِ شِدِی
پاٹھی چیتھ اوس ژھنن یژھان۔

کیا بہٕ اوسا سُوی اَکھ یُس سیاہ راژ ہیو چھُہ۔ یمِس اَچھ چھِہ سینس
بیٹھہ۔ یمِس کھوہ ریتھ کُن بھرتھ چھہ۔ یُس یِتھی پکان چھُہ؟

بہٕ اوسا سُوی اکھ یُس کلہ کھاپرُن ہنزہ مالہ لاگان چھُہ۔ تہ یُس

شمسا لسن منز روزان چھُہ؟

چندرا - مے چھُو نہ پتہ - نہ ہکہ بہ وَنِتھ - مگر بُوزی چھُ پکان تہٕ نہُ

وُچھیون پانے -

سازندر - اوہ بے چھُس سہ وُچھان -

{ روشنی چھہ نیزان - نہ وارہ وارہ چھُہ نانگ سپدان

آخرس پیٹھہ سِٹھاہ شولان ]

کتہ؟

سازندر - یہ کیا -

سہ چھُو گوٗ چھہ منزہ نیبر نیران - گُمنام چھُہ گوٗ چھہ منزہ نیبر نیران -

کوتاہ عجب چھُہ!

چندرا - ہاں! بہ چھکہ تٕری؟

سون لیڈر!

سون لیڈر!

سون لیڈر!

بُڈہ مُومِنہو کتہ چھُہ؟

لیڈر - سہ چھُنہ کُنی -

کُنی نا؟

لیڈر - اوہ کُنی نہ؟

نیلہ کیا چُھہ سُہ ؟

لیڈر ۔ سو چُھہ خواباہ ۔

نیلہِ چھکھہ ژٕہ پوز ؟

لیڈر ۔ اوہ ۔ تہٕ اسی چھہ پزی ۔

یُو ژٕہ نھر کینٛہہ وچھُک تمن باسیو کھ ژٕہ واریاہن شکلن منز ۔

گرِدہ منزی پرزہ نوو کھ نہ ژٕہ ارسہ ۔

ژٕہ آکھ بُڈہ بوزنہ ۔

تہٕ پتھ دراکھ ژٕہ گوبھہ منزہ ۔ تہٕ وُنی چھُک ژٕہ اکھ شرُہ ہیو باسان ۔

باسان چھُہ زنتہ ژٕہ وچھُک اسہ گوڈنچہ لٹہِ ۔

چندرا ۔ تُہی چھوہ پرتھ وزہ گوڈنکی ۔ تُہی چھوہ پھیری پھیری گوڈنکی ۔

لیڈر ۔ چندرا ۔ ژٕہ پیئی ہار مانُنی ۔ ژٕہ ہیوک تھٔن نہ بڈہ موہینو ژتھر ۔

چندرا ۔ سون جشن گرِتھ وُنی شروع ہُرن ۔ آفتاب چھُ کھوت مُرت ۔

سازندرا ۔ اگر ژٕہ یتھ پاٹھ ژھوپہ کرتھ بہکھ ۔ ژٕہ

گژھی غش ۔ کینژھا گیو ۔

( سازندر چھہ گیوان )

بارہ چھُست راوہ ران ۔ تُنھ لبتھ بہیہ یار بار ۔

ژٕہ چھُہم نزا وال اوے ۔ بلہ بکہ کرہ سر نثار

رُمہ کھنجہ چھُک دورزی مہِ لشہ کرتھان

چھُک تہٕ میون نوی نا ابد
لبنہٕ بلہ ییران چھُستہ دِل کران دُبراے چھُم
لولہ دریاوس اندر یآدٕ کران گراے چھُم
بوزن مێیٲنۍ شۍ دوارہ وزن
وۅنہ میانۍ سیتی میٹھان زیادہ زیادہ اُس چھُن
تہٕ چھکھاسۍ آیہ بأں بأں بوزان
اہنسأ۔
ہمہ نسہ چھینہ ترُہ۔ ہم چھیہ تیکۍ کُھ۔
نیلہِ گرتھہ داد اینہ نہٕ رُباعہ ہمیتھ ہیتی تہٕ دیکھی آسُن
دادا۔ بہوے چھالیڈرٕ؟
اہنسأ دادا۔
دادا۔ بہ گوس سیٹھاہ خوش زٕ آکھ۔ مِہ پرہ پینہٕ بٔن رباعین ہند
مجموعہ پرُن۔
نہ۔ نہ۔ ساری کتاب نہ۔ صرف اکے رباعی۔
دادا۔ ادہ کیا۔ اکے چھیہ سیٹھا۔
مشرقہ چھ دُیرہ پیٹھ اکھنا یہ چھُی
فتح نزٕیہ آسمانس شوز سُی
راتہٕ ہند گفتارمی بوسشا دچھس

چھوی اجسل میا نو بڈ بڈ رحمت میہ کرتھ

سو رٹان خیرات سو نہ کی جھولہ نمہ سیتی بھران

رخصت ہیوان

ونہ نکُ مطلب چھُہ

نہ - اسہ چھُنہ ضرورت چانہ "ونہ نکُ مطلب چھہ" ونہ نکُ

دادا - امیُک مطلب چھہ -

یہ کینژھا امیُک مطلب چھُہ نہ چھُہ مگر اسی بوزوُنہ -

دادا - توُہہ کسُ چیز چھُہ پوُت تنگ کران ؟

یہ چھُہ چانہِ جشنُک دوُہ -

دادا - ہن - پزی آ ؟ تبلہ گژھہ بہ انی ہمساین -

نہ - تہ گژھ نہ نہ توٗر -

دادا - مگر میانی چھا ینہ کینہہ ضرورت ؟

اوہ -

اچھا - میانہ رباعہ -

پچانین رباعین دِتمو اسی برُشہ سیتی یتھ موٹ رنگہ کھش -

یُتھ کانہہ ہیکہِ وُنتھ نہِ یمن کیا چھ کینہہ مطلب -

نبٲلہٕ روزی ہٕ ژہ آمدنی ہنْد کانہہ ذریعہ۔
ہمسایہ ژلن ژہ ترٲوِتھ۔
پتہ کرِ درٕ زانی ژہ بے وقوف۔
تہٕ پنڈت زانی ژہٕ احمق۔
ہٕ پنہٕ ینٛن نشہِ نہ کُھہ نہ کینہہ۔
نہ وہ پرِ دپن یہ کیٛتھ چھُہ۔
چندرا۔ مگر دا اَسی لاگوے ژہ نوین پنہٕ وتھرن ہُنْد تاج کلس
اَسی تراوِوے ژہ ہیہ مالہ نائلی۔
تہٕ اسہٕ روٗس نہٕ زانہٕ نہ کانہہ بیاکھ ژہ کیاہ گوکھ۔

## جشنِ بہارُک گیت

[انتہٕ منز چھہِ ناٹکُک سأری کردار سرشتی بھوشنس سان
ٹڈس سٹیجس پٮ۪ٹھ بہارکس رقصس منز رلان]

سو نتھ گو ہشیار ووہلو
کرٕ عیش گرتھ تیار ووہلو
نفاہ لأیے ہسنی سیلابن

پھٹراوُن زنجیر یِیتم
ایریل گو ہوشیار ووٚلو
ہستی ہند بےٲنتھ سوٚدُر
تاپس منٛز بڈی ملکھ ٹُلان
سوٗرُی راوُن ۔ راوان وُچھ
پھوٚٹ اجلیٔ اِمہ کین لمبہ کُن منٛز
بے خوف سَپُد ڈُنگہ سنٛرس وَس
سو نتیجہ ستادہ مَن خوش تھاوِتھ

—— اند ——

